ناوٗ ............ رفیق احمد

قلمی ناوٗ ......... رفیق راز

زاجائے .......... سرینگر

پتہ ........... ریڈیو کشمیر سرینگر

ترتیب وتہذیب .... پرواز جان

سرورق .......... غیور حسن

خوشنولیس ......... قاضی عاشق حسین (سوپور)

گوڈنیک چھاپ ..... سنہ ۱۹۹۵ء

تیداد ......... ستھ ہتھ (۷۰۰)

قیمت .......... اکھ ہتھ تہ پنژاہ روپیہ Rs.150/=

لائبریری ایڈیشن ...... زٕ ہتھ تہ پانژہٹھ Rs.265/=

فیضان پبلی کیشنز باغاتِ برزلہ سرینگر

# اِنتِساب

- قِبلہٕ گاہ مرحوم علی محمد شیراک سٕندِ ناوٕ
- یمی میأنی جسمأنی تہٕ ذہنی تربیت کرنس منز کانٛہہ کسر یرٕ تھأوٕ نہٕ
- یمی سٕنز بسیار پاسل ذاتھ بچپن پیٹھہٕ جوأنی تام میٖنہ غار شعوری طور متأثر کران روٗز۔
- یمی سٕنز تابناک عملی زندگی ہمیشہ میٖنہ بروٗنہہ کنہٕ شریعتکی تہٕ طریقتکی رموز و اسرار غار شعوری طور گاشراوان روٗز مگر افسوس میٖنہ لار لوٗتِتھے یوٗتاہ بتہٕ راوٕسُم۔

رأتی راتس میٖنہ علامتہٕ سِیہ صرتہٕ دِژن<br>
گاش کُنہٕ پھوٚل نہٕ دوٚپن باو میٖنہ وونس نہٕ رِکھنی

بہ چھس کاشرٕ زٲو چھم حال ځاراں یا رسول اللہ

اسے متی کنیہ اچھر نظرٕ چھس پریشاں یا رسول اللہ

۵

# فیضانؔ، حبیفہ تہٕ صاعقہ ہنٛہٕ خاطرٕ

## یمہٕ نٛد

اکھ موصوٗم تبسّم ییٚےٚ زندگی ہندی ہمتہٕ حوصلہٕ بخشان روٗد

أسی تہٕ چھہ البم پہرس پہرس ژیری وُچھان
اَسہٕ تہٕ چھُہ اکثر یاد پیوان لوکچارِ تہٕ خابٕ

○

بۆچھۄنۍ دوٗدٕ تہٕ دگ وۄتھ لٕلہٕ واں یۄژھ کال
بۆچھۄنۍ حال چھہ باوان میانۍ ہٕنۍ متۍ شار

○

کوتاہ بچہٕ ہن قلمی نُسخہٕ تہٕ بُرزٕلی پیش
بیٚٹھہٕ لۄگ سانہٕ شہارٕ ژھوٚ پلہٕ سے نارٕ بے نار

# فہرست

# میأنی کتھ

"نے چھِنے نالان" چھ میأنی گوڈنیچ شاعرِ سومبرن۔ شاعری ہُنز شروعات کرٕ مےٚ یمہِ صدی کِس اٹھمس ڈہلِس منٛز۔ امہِ حسابہٕ گژھ میأنی شاعرِ سومبرن یمہِ صدی کِس نوٕمس ڈہلِس منٛز چھاپ سپدٕنی مگر کینٛژو ناگزیر وجوہاتو کِنی گوٚو نہٕ یہِ ممکن۔ بہرحال "دیر آید درست آید"

یتھ شاعرِ سومبرنہٕ منٛز چھ یم غزل تہٕ شاعری یم میانہِ اولین اظہارٕکی نموٗنہٕ چھِہ تہٕ یم غزل تہٕ یم بالکل تازٕ تہٕ سادر وار چھ۔ امہِ ستی گژھن میأنین پرن والین بروٗنہہ کنہِ میأنہِ شاعرِ سفرٕکی ژۄ وۄگنی روشن۔

پننہِ شاعری متعلق پانے کینہہ وَنُن چھ معیوب، مگر اکھ کتھ چھم وَنٕنی ضروٗری سو گیہ یہِ زِ مےٚ کرٕ پننہِ شاعری منٛز پننی کنی لیہ تہٕ آہنگٕکہ لحاظٕ وسچار۔ پائٕ کرنہٕ باپتھ مختلف بحر تہٕ اوزان استعمال کرٕنچ شعوری

کوشش ۔ اتھ مثنز کتھ حدس تام چھُس بہٕ کامیاب رُوٗدمُت اَمیُک فاصلہٕ
ہیکَن حساس تہٕ ذی شعور پرن واٲلۍ تہٕ پُرخلوص نقادٕ ے کرِتھ ۔ !

رَفیق راز

# شکرانہ

میانین غزلن ہنٛز یہ سوٚمبرن "نَے چھنےٚ نالان" یوٚس لوٚ ہہِ اَتھن منٛز چھپیہٕ واتِہ ہے نہٕ لوٚ ہہِ نام کتابی صورتس منٛز ہرگہہ نہٕ کینٛژن لفزن ہنٛزمایے محبت بنٛیہِ تِہندی پُرخلوص مشوٚرِ میےٚ آیتن آسہٕ ہن مناسب چھُ زِ یہ کرہٕ تِمن مُخلِص لفزن ہند شکریہ ادا یِہندِ اتھہٕ واسہٕ ورأے یہ کِتاب چھاپ سپدِ ہے نہٕ۔

پرہٕ وآرزجان: ۔یوٚناہ کلام یِتھ سوٚمبرنہٕ اندر شأمِل چھُ یقین کٔری زٕلوزِ اٲمہِ کھوتہٕ زیادٕ گوو کینٛژاہ میانہٕ بدقسمتی کنیٚ کینٛژاہ میانہٕ لشأئل پسندی کِنیٚ تلف۔ ہرگہہ نہٕ پروآز جان میانین فائلن، کاغذاتن تہٕ ڈایری ین زأگی دِتھ میون بےٚ ترتیب کلامہٕ سوٚمبراوِہا تہٕ اتھہٕ شیِرپأر کرِہا۔یہ کِتاب چھاپ سپدِنس لگِہن مزید وری یِہ وادہٕ تہٕ ممکن اوس کلامک وارِیا حصہ گژھِ ہے بنٛیہِ تہٕ تلف۔ یہ چھُس اَمی سند شکر گذار زِ اٲہندِ سٕتی سپُد کتابہٕ ہند گوڈنیک تہٕ مشکل ترین مرحلہٕ طے۔ میےٚ لیشر آو کتابِہ ہنٛز ترتیب دِنٕچ کأم تہٕ کلامک انتخاب کرنٕچ کأم تہٕ اَمسے یوٚس اٲمہِ خوش اسلوبی سان انجام دِژ۔

شازیہ گُل:۔ یہ چھس اُمی سند شکر گذار زِ اُمی کوٚر پرواز س کلامہٕ سوٚمبراونس
منز انتہائی مدد تہٕ دفتری کامین ہُند بور لوٚتر اوٚن تہٕ باپتھ روز ہمیشہ پیش پیش۔

غلام نبی ہمدانی:۔ صابُن چھس یہ شکر گذار زِ اُمی کوٚر میانین غزلن ہند مسودٕ
خوش خطہٕ نقل کرِتھ صرف کینژن دوٚہن اندر تیار۔ ہر گہہ ولوزِ یمہ سالم
کتابہ ہُند "بلیو پرنٹ" تیُٔد یہند دِ ے اتھو تیار غلط گژھِ ہیٚنہٕ کینہہ۔
انتہائی مصروف آسنہٕ باوجود ہیٚتر یمہٕ بڈ کام یوٚمیٹھِ تہٕ واتناوِکھ اَسان
تہٕ گنڈان انٛد۔

شفق سوپوری:۔ کِتابتکین تہٕ طباعتکین مختلف مرحلن دوران رودی میٚنے
اُمی ہندی مفید مشورٕ آیتن تہٕ یہندی تجربہ کار راتھہٕ تہٕ روٗدی میٚنے پلزان۔

اَمہِ علاوٕ تہٕ چھہ وارِیاہ مخلص یار دوست یِم رنگہ رنگہ یہ شارٕ
سوٚمبرن مکمل کرنس منز مددگار ثابت سپدی یُہند شکریہ ادا کرُن یہ
ضروری زانان چھس، یِم چھہ جناب گلشن بدرنی، جناب سیٹھ رفیع،
جناب طلحہ جہانگیر، جناب جاوید احمد شاہ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھہ وارِیاہ
رفیق تہٕ شفیق یہندی موٗلی مشورٕ میٚنے وِزِ وِزِ رہنمائی کران روٗدی۔
یہ چھس تمن سارِنے ہند شکریہ ادا کران۔

رفیق راز
ریڈیو کشمیر سرینگر

رفیق رازٕ چھُ مُترران طلِسم خانَن بَر
سرُوٗد خوٲن چھٕے سوٗر ملی نظر تہٕ خاموشی

رحمان راہی

بوزِکُس شوقہٕ یہ سہلا بہٕ صدا اچھرٕ سُرک
روزِکُس آرٕ پلکی پأٹھُو اٹلٕ ہو، ہو، ہو،

# نعتِ شریف

گِہاں چھُ نورِ رسالت مآب صلِّ علیٰ
چھُ روے خیرِ امم آفتاب صلِّ علیٰ

ہیوان چھِ نامِ محمدؐ پھوۄلان چھِ باغ دِلکی
مشک تُھکان چھُ مدینک گوۄلاب صلِّ علیٰ

اِشارِ چانہِ چھُ سیکلین تہٕ وچھ گژھان سارٕ آب
امارِ چانہِ وُزان سیکہِ تہِ آب صلِّ علیٰ

# نعت شریف

مومِن ہُنٛد چھُ ایمان رسولِ خداؐ
اُمتک جانِ جانان رسولِ خداؐ

معرفت بأ گراوان رسولِ خداؐ
عأرفن سیر باوان رسولِ خداؐ

پھیوٗر نیجر ریگستان شاداب گے
رحمتک میوٗہ بارٲں رسولِ خداؐ

بے کَس ہنٛد چھُ کیا میٛر بانا شفیق
لامکانٕک یہ مہمان رسولِ خداؐ

بچاوِ رحمک تہٕ کرُمک طلبگار چھُس
اے شہنشاہِ شاہاں رسولِ خداؐ

سأنٛ آنو بظاہر چھِ دم پھُٹٕ تہٕ کیا
سأنٛ اٰنو چھُ لوٗزان رسولِ خداؐ

پَرٛژھینَن ہُند خدا سُے چھُ بعد از خدا
غمزدان راحتِ جان رسولِ خداؐ

# نذرانۂ عقیدت

## بحضورِ امام عالی مقام رضی اللہ عنہٗ

ازل ابد چھُ گماں لا اِلٰہ الا اللہ
چھُ کینہہ نہس تہٕ شماں لا اِلٰہ الا اللہ

حُسینؑ ترٛیشہ دزاں لا اِلٰہ اِلا اللہ
فرات لہرِ ودان لا اِلٰہ الا اللہ

نظر نظر چھہٕ تچھان ئلی ویراگی ژھایہ وَنس
اَچھر اچھر چھہٕ پھٹان لا اِلٰہ الا اللہ

پلس پلس چھہٕ دِ زن ہش اوچھہٕ ہوا وکران
زِمِش زِمِش چھہٕ لیکھان لا اِلٰہ اِلا اللہ

قتل گژھان چھہٕ جگر گوشہ رسولِ خودا
حیا ژآسے ہران لا اِلٰہ اِلا اللہ

دزان وُہاں چھہٕ سیکستان تہٕ یارِ بل نابود
نگر امامؑ چھوان لا اِلٰہ اِلا اللہ

صفس صفس چھُ پھیان لبس حسینؑ ابنِ علیؑ
یہ کُس نفر چھہٕ دیان لا اِلٰہ اِلا اللہ

رفیقؔ راز دِیان یاحسینؑ لبس چھُھکٕ ژٹے
ہوا وِ گژاسے دِ یان لَا اِلٰہ الا اللہ

دِلس دِلس چھُہ ژٹاں ترٛیشہ ہوت وجود تسند
رٹان چھہٕ تیر پران لَا اِلٰہ الا اللہ

سنہ ۱۹۷۳ء

# بحضورِ شیخ العالمؒ

گو نے مےٚ خدا نظر لبن لو تہٕ خدا ہیوٚ
وچھہت بہ اُچھو وارِ زٕ چھُکھ لا تہٕ اِلاہیوٚ

ھتھراے کلہن اُوزھ تہٕ ہوا ہر دِ پنس شرٕپ
کُس تام دِواں آو کُس تام نِداہیوٚ

کُن ھتا و ودِ الکھن تہٕ نظر ترا و رفیقس
آلو تہٕ رِ نے ہتی چھ اُمس دِل تہٕ تباہیوٚ

قدمن چھےٚ اُمس گرلے رُحس کترا ے عذا بچ
چشمن چھےٚ اُمس زھانپ وُھٹن لور دُعاہیوٚ

یتھے چھاسہ ونان زار یتی چھُک سہ قرارس
یتھ ہیرِ کی مہ وُ ڈرِ بیٹھ بہ ونے کیاہ چھ فضاہیوٚ

یمہ شہرٕ ژٕلیتھ آس تتیک حال ونی کیا
تمہ شہرٕ وچھِم ٲری یہ بدٕن اوٚبرٕ دما ہیوٚ

یا پچھی مےٚ تِمےٚ خاب اُچھن لأری وُنیک تام!
یا پھُس بہ مُمت یُتھ یہ جنتھ گو مےٚ عطا ہیوٚ

گٕژھ تام اُچھر چھیم زمین چھوٚنہٕ جران بہ چھُس
لوٗراٗنی علمدارٕ مےٚ باوُن چھُ مدا ہیوٚ

یا میاٗنی کشیرٕ چھنےٚ مےٚ کرٕژ سنگ بےٚ مٕژ
یا پھُس بہ ظٕہری رد تہٕ گو مُت نیوٚل ہوا ہیوٚ

تھوٚو کھےٚ نہٕ مےٚ کنٕ گوش لوٚتاں ہکی تہٕ ژھو کیہہ
وُچھہس نہٕ لوتاں گردِشرٕ وٚپُس ڈٕکھرٕ صدا ہیوٚ

پالنس چھ وُچھان تاپہ دُپہہ لوٗرٕ کرامات
چشمن مےٚ موٚرکھ زوٗنہٕ ورے زلیوٗ ٹھ شبا ہیوٚ

یامان مزارٕچ منٛز خموشی چھےٚ دٕلس تل
یازان ئہرٕہ چھُس پہ پیوٚمنت ہٕرجہٕ کلا ہیوٗ

نیران بہ گھے وا وٕ طوفانن تہٕ کران سال
کھوژان بہ گھے آلِ منزُک جانورا ہیوٗ

تیٚلہٕ آسہٕ ڈکس پیٹھ منٛز کراں سرپہٕ زژ زوٗل
از چھُس پہ دِواں وٗنی زٕ میٚے تےٚ اوُس تمہٕ ہیو

تیلاں چھےٚ تےٚ تمبرٕ اچھن منز تہٕ رگن منز
پھلاں چھُ یوٚہے سوچ صفن پیٹھ منٛز وبا ہیوٗ

سأراب کرِتھ ڈراو لکن رأسی منٛز کینٛہ گو
ڈری یادو یہ کینٛہ اوس لیکھتھ گومتہٕ سزا ہیوٗ

یا چھےٚ نہ برُن میون رنیومت یہ ہلم ژیٚنے
یا چھُم نہ لگان ڈیڈٕ تلےٚ یُن منٛز گدا ہیوٗ

مٔنز باگ جلوٕسس ژیٖےٚ ھتو لوھتس تہٕ خبر چھم
از زانہٕ خداکیازِ گوٚ مُت چھُس بہ جدا ہیوٚ

پر ہیتھ طرفہٕ دِتم وُنی تہٕ سینا وُوے ہٕنا اچھن کینہہ
ٔپزی پأٹھی علمدار ژھٕ چھُک لا ہٕتہ اِلا ہیوٚ

اٚسمان تہٕ وچھ مے ژیٖےٚ نمان براندِ کنِن بیٚتھ
کٔلی کنٛی تہٕ پران وُچھی منےٚ ژیٖےٚ کٔن حمد و ثنا ہیوٚ

وونی گوٚڑھ ہٕ ٹھلتھ کاہنہ تہٕ پوٚہل سونہٕ تہٕ والُن
روزُن ہٕ گوٚژھس نیوٗل دوہے ویلہٕ پنا ہیوٚ

بوزُن بہ گوٚژھس وارِ ہُنٛ سوز تہٕ پانے
آسُن بہ گوٚژھس نیم شبُک ماچھ گنا ہیوٚ

مُشری مُشری بہ گوٚژھس گیر گرتھن مأری فتس مٔنز
مُشری مُشری بہ گوٚژھس شُشی نہٕ سرٚن گرد پھوٚلا ہیوٚ

---

۱؎ ۱۹۷۲ ہس منز آو ژارِ عظیم الشان یومِ علمدار منا ونہٕ ییتھ منز میٚنے وُبر منز گوڈ بجنہ لیٚہ شرکت کرنک موقعہ آو دِنہٕ (ر۔ر)

سوٚنہٲری سوٚخن وارِ جُرم ترٛیشہٕ وُہٕٹن پیٚنٛھ
اَنہٲری موٚکھن پیٚنٛھ تہٕ مَرُم رنگِ حیا ہیوٚ

اظہار دِتَم تیٚنٛتھ زِ گژھن سیر خوٚدا فاش
گُفتار دِتَم تیٚنٛتھ زِ وزِ بم سوز وسما ہیوٚ

پوشُن مےٚ گوٚژھم ٲری یہٕ بدن ناوشباک
گرزُن مےٚ گوٚژھم شام تمُہٕ ستی بچھا ہیو

شوٗلُن بہٕ گوٚژھس رٕوٕ دِترٕٹن واوِژ نجُن منز
پرٛزلُن بہٕ گوٚژھس ظلمہٕ گٹن منز تہٕ شما ہیوٚ

بجٛنشوٚ مےٚ اُچھن جلوِ شُہیل دِیو بشارت
نیرُن بہٕ گوٚژھس شہر کُنٛتھ لغمہٕ سرا ہیوٚ

منگہٕ ہےَ نہٕ منگُن بیوم مصیبت چھُہ کلس پیٹھ
چھُکَنےَ ژٕ خوٚدا کینہہ تہٕ وُنکس چھُک ژٕ خوٚدا ہیو

دٕ دٕ چِھ کران ژُکھ تہٕ فنس چۆنہٕ جران پٕھم
یمٕ ژُکھ مےٚ دِوان زانہٕ خۆ داکیُتھ یہ اِزا ہیو

لۆُراٗنی علمدارِ پنُن نُور عطا کر
آلوَ مےٚ دِتےٚ لولہٕ یہ آلوَ چھُ سِیاہیوٗ

غزلَس چھُ پنُن پرٕژون ژھوچراز دِہ انان سیت
دٕ دٕ نی گو مےٚ بچاوان چھُ پنُن طرزِ ادا ہیوٗ

○

سِیٹھے چھُ باگہِ لوان کَس مٔزرہِ تہٕ خاموشی
سران چھُ زندٕ زٕوے کُس قبرٕ تہٕ خاموشی

ژٕ وٕ پاری زنتہِ یہِ چوٗنے نظارٕ بیٚیہ ہٕ کھنی
ژٕ وٕ پاری زنتہِ یہ میانی نظرٕ تہٕ خاموشی

نہ قافلے تہٕ نہ رہزن نہٕ منزلٕ نہ پڑاو
یہ داستان چھیہٕ موخصر سفرٕ تہٕ خاموشی

سُہ نار لوٗگ زِ وٕنے کیا سُہ مارٕ گو مَہ پیٚرژھے
کٔنی کبھتاہ چھیہٕ وہن پاسان شُہرٕ تہٕ خاموشی

شبک بہارٕ ژٕ یٚتہ اکھ دُعا منٕ اوس منگُن
خدایہِ کرتہٕ عطا اکھ سحرٕ تہٕ خاموشی

جمال چوٗن چھُ کھسِہ وٗن سِری تہٕ لوٗرے نوٗر
خیال میوٗن چھہ سیاہہ سرٕ تہٕ خاموشی

( مئی ۱۹۹۵ءٔ )

○

لگہِ تہ لگہِ دام کُنے تاپہٕ سِرن لرزِ بدن
وُپھرس بأگی فقط تھایہ نشن لرزِ بدن

متی کھتن لوُکھ اگر وارِسن لرزِ بدن
سِیرِ اسرار نموُدار گژھن لرزِ بدن

کوچہِ پیتہٕ کوچہِ پھولن پوش کرن زوُل ژوٕ پأری
میأنی پڈی آکھ کرامات کرن لرزِ بدن

لوگتھس یارِ بہٕ وأران جہاتن یہِ کمن
جیأنی آواز اگر گژھے یہٕ کنن لرزِ بدن

طاقچس بیٹھ چھِ بچو طوطہٕ سجان خوب مگر
جیرِ ہےٚ آکھ شِیس بولِہ کرن لرزِ بدن

داغ لگمتی چھِ یمن اُوٗ نگجہِ ٹینڈٕن تۄتہٕ نیٛھٕے!
پھیرِ بیٚ بییوم تتن شبن تہٕ ستن لرزِ بدن

دی نہ یوٚد قافلہٕ سالار پڑاوک تہٕ حُکم!
خیمہٕ نے لیکھہِ سۄ وٲناکھ وتن لرزِ بدن

○

۱۹۸۶ء

○

ژٲوتم بلی نظر بلایہِ أمِس
دوٗن اچھن منٛز چھ تاپہٕ کرٛایہِ أمِس

بوزِس حال بہ ملا سارِیو!
وُچھ نہ کأنسی تہِ آیہِ وایہ أمِس

کامہٕ دِو زورٕ زارٕ رام سَپُد!
پیٚوٕ پرٛن وعظ آیہٕ آیہِ أمِس

گھنٹہٕ وادن چھُ بس ژھٹان خوشبو
سوچنک آے میانہٕ آیہِ أمِس

ڈوٗر برٛزٕلان چھُ آفتابکی پأھٹی!
گٕتھ کران زنتہِ میانہٕ ژھایہ أمِس

أمِ سنٛدی گیت حض گیٚوان ساٲری
زٕلو چھیٚہ وِژٕہرِ ژ لگو کراے أمِس

کیٛنٛہہ دپان قسمتک کھیوان چھِ مگر!
کیٛنٛہہ دپان رحمتک چھُ سایہ أمِس

وُنہٕ چھیٚہ دٲرِتھ ہلم یہ آزادی
کِتھ جانانہ لگی بلایہ أمِس

○

جون ۱۹۹۵ء

○

ترأوِتھ ژوٚلُم پۂ آونہ پھیرِتھ سۂ یار میون
وژھ ترٛژھ گردِ زِ غاٗب سپُد شہسوار میون

یِتھ تاپہٕ کراپہ مشرِپہ زمین گے پۂ تر کھٕنی
گوو دامنُس شرٛپتھ پہ اشٕنیک آبشار میوٗن

ژھوٚپِ دوٚپِ اچھر وُداٗسی ورق، لوٗ قطِرٕ دم پھُٹی
تگہِ یتہٕ پرٛن تہٕ پرٛی زِ لگے حالِ زار میون

لَس تام واٗتِ کوٗنہٕ اِچ ژھٹھ پہٕ کیاوَنے
میٛنی لیوت رۄد سوٚری کران کیازِ نار میوٗن

کے حال برٛمجہِ کلَ پہ ہُرِتھ آسہٕ ہے پیوٚمُت
باسان امس چھُ ونتِ فقط انتظار میون

از کل رفیقِ راز تہٕ وُپھے گرٛھان غوٗطن!
از کل چھُپی نہ فکرِ تران لَس نہٕ نشار میون

○

مئی ۱۹۹۵ء

نے خاب نے خیال سحر پھوّل یہٕ دڑایہٕ راتھ
میانٮ۪ن اُچھن اندرچھ لَسان زن کرایہٕ راتھ

یتھنٕے پھِہ آفتاب یہٕ اندرِی گُلِتھ گرٛھان
گوڈنیک سفر سہٕ اوس میٚنے یتھنٕے لجایہٕ راتھ

اَخر یہٕ چانہٕ آیہٕ منصف رأژ دڑایہٕ زوٗن
نازل گیایہٕ شاہہٕ پیٹھ کم بلایہٕ راتھ

کیاہ تام اوس دوٚہلہٕ سِیدمُت یہٕ زانہٕ دے
حرکت کران آسہٕ یہٕ سرسأوی ژھایہٕ راتھ

سوٚت سوٚت ہوانہ لو یہٕ پنٕج گے نہ ہر صدا
خاموش آسہٕ گامچہٕ ماتم سرایہٕ راتھ

یُتہٕ اوس یوٗ شہید گومُت بیاکھ نوجوان
سنہٕ ہی ژیٚنے کُس یہٕ ہوش کُس اوس بایہٕ راتھ

۱۹۸۹ء

○

قرار اوس نہٕ لتس زانہٕ سہٕ اوس منظر ہیوٗ
نژان رۄد ژۄ وایاری مُشکِ ادفر ہیوٗ

کھسان چھیہٕ زۄن گرٛ ھان بژاتی پرٕ ہتھ اکس چونٕے
لگان چھُہ شاہہٕ پیتے سانہٕ گامہٕ بازر ہیوٗ

بہ چھُس وۄں لوٕ ہینوٗمت لتند مزاج شناس
گُہے سہٕ عانہٕ قیامتھ ہےگُس سہٕ دِلبر ہیوٗ

یہ کَس چھُ لوکہٕ مُتس ستی وۄنی گرٛشُھن نابوٗد
یہ کیٛا چھُ سۄن شہر کُن لیکان سمندر ہیوٗ ۔

یہ دۄن گذآری مسلسل قیامتھاہ چھیہٕ لگے
شبک شباب تہٕ باسان چھُ روزِ محشر ہیوٗ

یہِ کاینات چھ چیانی تخیلچ خوشبو!
یہ آسمان تہِ چونُے خیاٗلؠ شہپر    ہیٚو

نصف شبس مےٚ جسارت کٔرِیاو خالبس مٔشر
میےٚ کوچہِ کوچہِ نٔژان وُچھ ستارٕ لشکر ہیٚوٗ

○

۱۹۸۹ء



ٲکھ یوٚد چانِہن لو لتوٕے لوٚ لتوٕے کھتن سنن
مانے کیا گو صحراون منز ناگ وُزن

کس ؤنی دِی دِی صبحٕ گو ہلکاری ہوا
کس پتہٕ دوراں شاںٔش چھُ گھٔشر ماریاہٕ بلن

ٲسی چھِ مسأفرِ نیب لِنشانے روزنہٕ سون
ٲسی چھِ مراں پیرِ ہتھ جایہِ کرِ و کتھ جایہ دفن

گوڈ و چھِ مأدانن پیٹھ کم کم بنگلہ بنے یہِ
لوکن ہے زانہہ کأٹی سمُن ہیوٚ کتین سمن

برگ برگ شیہجارہ بہ سو مبرا وِ ہتھ کھتاوے
ہر گہہ منز رہنہٕ کالہِ قداور لوہِ بنہٕ ہرن

یمٕنہٕ ہِنہٕ چھےٚ سنٛخ وٲراگ وِتھان نیران وٲلی
ژینٕہ ہِنہٕ چھُپہٕ آنگنُن باسان صحرا زونہٕ شبن

اندریُم ہیٚرگیٚش دارلو کہنٕ ہٕھنٹٕ ہِھٹٕ نیران
غنچہٕ نٕنہٕ آلوسائٕنہٕ چھِہ ہیٚران کمن وَتن

کُنہٕ کُنہٕ ہےٚ چھُمنہ میلان سیدن وول چھُکیا
ژُھوپٕ دوٗپٕ سرفو نال چھُہ وولمُت قلندرن

ہوشس کرو شہزادٕ ی گرٕ ہم مس نٕنٛدرِ بیدار
ٹھاک چھُ تیٚتھہٕ بکھراوِ نہٕ جاناوار یکھن !



○

ژٕ آوارٕ سوٕرٕلی نزاکھ وٕنے کیا
میٚ چھُم دِل کران زاگ ہیٚمہٕ ہے ہیمے کیا

بہٕ چھُس ژٕ تڑ وارٕ گونہگار ژھائُت
ژٕ اسمانٕی آلو کنو ؤنی وٕمے کیا

یہٕ ماسوٚنٕتہٕ مہربٕنی چھِنے پوزٕ ایہٕ دراٚمٕژ
دٕ وٕری دٕ وٕتھس لجہ یہٕ جاٚنری پھُلے کیا

ہلم داٚرٕ ہتٕے چھا میٚنے لوٚسُن یِتھے کٕنٕی
کنس تل وٕنکھٕ نامیٚنے لوٚت لوٚت منگے کیا

ژٕیٚنے چھےٚ حِشمٕہٕ ناگن وٕزاں ہتٕمبر سہلاب
بہٕ چھُس لوٚو آسُن بہٕ ٹارٕن کھسے کیا

میٚنۍ دۄپ تارکن منز ژٕ سپدکھ نمودار
نِصف راتٕ ژٕ ہتاں چشمہٕ روزم وتھے کیا

میٚنۍ چھےٚ سونٕتہٕ کالی کجبر باگہٕ آمُت
کلیو دردٕ باغس اچھر آلوے کیا

○

۱۹۸۶ء

○

أچھن منز چھُ زوزراں بُتھین ہنٛد گلستان
پدٕین تل چھُ ووپدان ژٕہین ہنٛد بیابان!

کھٕون ناپہٕ وُہوُن سٕتھ پٕہے پشس بینٛھ
دپان اڈٕ برٕ پشس اکھ چھ واوس اویزان

کران اعتبارس چھُ متیٚ میون آسُن
بےٚ رنگ ژھالے جسمچ رنگن منز چھیٚے ییران

یہ کُس تاپہ کرٛاین چھُ ژٕہی ژٕہی کڈان زُو
یہ کُس ترٛیشہٕ بیومت چھ أندریم سیٛکستان

ینٛبرٕ کنٛز ووٚل پےٚ ہم سیہ رؤُد بیٚیٚ تن
مےٚ کیا خوفہٕ سیتٕین مے رُم رُم چھُ زوتان

سۂ تے دراو اٰخر سیہٕ ژھاے وٕہچ!
مےٚ راوٕر ومرٕیتھ پلس پان چھاوان

یہ ووہٕ شلن یہٕ ووہٕ شلن جنٛر درٛوگ پیہ ما!
زٕ میانِس پھرِس تل سری تاں چھ شیٖہلان

عکس چھس خیالک نقش چھس کلاک
دٕلوٕاٰنہٕ چھس کاہنہٕ زٕ چھاوہم سنگستاں!

ہواوس چھُ شی شی دوشاں شنٛیہس منز
ہردی زد وجودس چھُ رُم رُم اویزان

اگر کٲنٛہ شیچھا آسہِ ہے باوِہے نا!
رفیقس چھُ راہٕ صبح و شام ژاپان

○

(اکتوبر ۱۹۷۳ء)

پرِ بتہٕ صفس پتہٕ چھیۓ نغمگی وۄران!
پرِ بتہٕ بُتھس پتہٕ چھیۓ زندگی پھیٚیانگان

پرِ بتہٕ گرس منز چھُ موکلن ہند راج
پرِ بتہٕ کُھٹس منز چھیۓ بےلبی وۄدان

چانہٕ دھیانٕک سہٕ پل چھُ ونتہٕ پلے
میانٕی آلو چھ وُنتہٕ ٹکراوان!

از چھُ باطل نہٕ حق پرِ بتے کانہہ
خونہٕ قطرس چھُ کربلا کریشان

پیٚتہٕ چھُ دفہ دش یہٕ قتلِ عام گژھان
شام گژھنے چھُ شامہٕ رۄن پھیٚہلان

از بہ وڈلسے نہ منگنہٕ اچھرٕ زکاتھ
ہوٗنی لشکر چھُ پیٚتھ کٔمِس ووراں

تالوٗس پیٹھ سری چھُ پہرہٕ دِواں
آنگنس منٛز پھینٛے ژھایہ میٚنٛی زاگان!

بسریہ زن چھس نہ لتوٚرٕ سریکی پأٹھ
شام تامتھ بہ پان چھُس پھکران

میأنی وحشت چھ کالہٕ اوٚبرس پیٹھ
ژأنگی لیہ سیتی ناو لیکھناوان



(۱۹۷۴ء)

○

راتھ أسس گٹ تہٕ تُلُن واو ییٚے وۄنمس نہٕ کہنی
ژأنگی لیہ سیتی لیۄکھُن ناو ییٚے وۄنمس نہٕ کہنی

ازتہٕ وچھنس تہٕ وچھان روز یوٚتاں چشمہٕ لجِس
زنتہٕ وۄنم زِ ژہ تس یاو ییٚے وۄنمس نہٕ کہنی

گلُی گوڈس تل ییٚے پرژھُن ازتہٕ چھوا زوٗل کران
لنجہٕ بیٹھ اوس بہتھ واو ییٚے وۄنمس نہٕ کہنی

رأتی راتس ییٚے علامژ تہٕ سیاہ ھرژِ دراٹن
گاشس کنہٕ پھوٗل نہٕ دوٚپن باو ییٚے وۄنمس نہٕ کہنی

اکھ دما بیوٚٹھ ییٚے نشس آرِ بلس بیٹھ تہٕ وۄنن
پوٚت نظر دِیِ نہٕ یہ دریاو ییٚے وۄنمس نہٕ کہنی

تاپہٕ صحراو لوٗدُن بارِاُس ژھایہ ہُلیس!
واہٕ وُچھہٕ مے یہٕ سیوٕدٕے وٕزاو میٚے وٕونمس یہٕ کہنی

تُس یہٕ زن کوچہ پھِرٕے اوس گوٚمت میاٲنی پاٹھٕ
کوچہ منٛزٕ کوچہٕ گلہن ژاو میٚے وٕونمس یہٕ کہنی

شکوٕ بس شکوٕ صرف شکوٕ شکایات کرِن!
اٲنہٕ گُل زنتہٕ پھُلِنہٕ آو میٚے وٕونمس یہٕ کہنی



۱۹۷۹ء



ژٕیِٕ پھٕ کُنہرٕ ہۭتہٕ لبی کُس ووں جایہ جایہ ہۭصف راُژ
بہٕ چھس کُنےٕ ہۭتہٕ دِسکھ نامینٕ لۭش خوٗدایہ ہۭصف راَژہ

ژٕیِٕ ماپتاہ زِ وبھجی دوٚہہ اَچھن گیاو کمِس گاش
ژٕیِٕ ماپتاہ زِ یمِس کمی موہر تجایہ ہۭصف راُژ

یہ کیاہ چھ نِندرِ متی یاتی بول بوش کران یوٗت
ہمن ہُشار دِلَن ستے وَحےٕ وژھایہ ہۭصف راُژ

یوٚژھم ہۭتہٕ زورنہٕ گرِم خاکش تے وُچارِ کوٚرم نب
یوٚژھم ہۭتہٕ لوٗد کریم یوٗچہِ تایہِ کژایہ ہۭصف راُژ

کینہی کینہی نہ یوٚہے نارہیوٗ پھچاو لبن ژوٚن
سیھتےٕ سوہ لورِ برُژ یادِ ہشِ پینیایہِ ہۭصف راُژ

شُبک پہارٕ ژٕٹن وأٹلی سریہ لوٗب نہٕ وُنیکُ تام
دوٗہک کلا سے پُٹن وول لوٗگ بلایہ نصف رأژ

سہل بناوأسی دوہن گیایہ ذوٕ زُرِ بینچ بأشم
ہواوِ گرایہ ورأٹلی ہٕرِ ہتہ بینیایہ نصف رأژ

یَشس پیٹھن چھُ وزان قطرٕ قطرٕ رُوٗد پینک ساز
کِتھس اندر چھیٚیہ نشرانِ سوٗرگہٕ الیسرایہ نصف رأژ

اشارٕ گوٗس تہٕ لہُرِن مکانٕ پہسرِ دِگرٕ تام
وجارٕ گو تہٕ لباون لوٗے سرایہٕ نصف رأژ

○

۱۹۷۵ء

بہ پُھس زُہتہٕ تہٕ خیالن چھیہٕ لارلار دوٗہے
خبر یہ کوٗت چھُ گڑھان ینٛوٗل آبشار دوٗہے

رسیٚل ہوا ژٕیے ماسہ شاپھہ دِتھ چھُ نفَس تھوٗومت
کرٕآلی گردِ غبارس وُچھُم قرار دوٗہے

پیأرِ میوٗن بوٗچھیو مُت بدن تہٕ اوس کھمان
ہُپیأرِ اوس نہٕ آسان تمِس تہٕ وار دوٗہے

ژٕہے یوے میئے وُچھے مکھ اُچھوژھٹان سبزار
ژٕیے رُوحچہٕ وار چھُیا گاشرٕان بہار دوٗہے

رفیقؔ راز منگان ترِژھ ملاز مِتھ چھُ دَیس
زِبیوٗن گوٗژھس نہٕ وُچھن ہلہٕ کھُہک مزار دوٗہے



○

نظر لوٚگ ٹُکہ تہٕ گیم عقلہٕ بقل ہو، ہو، ہو
شش جہت رٕوٕ تہٕ بھاگےٚ یہ وُنل ہو، ہو ، ہو

ہاوِنَم اَز تہٕ لوٚوٕے پری یہ محل ہو، ہو، ہو
لو ثتہٕ مشتراز تہٕ نہم راتہٕ موغل ہو، ہو، ہو

بوزِکُس شوقہٕ یہ سہلا یہ صدا اَچھر سُرک
روزِکُس آرہٕ بلکی پاٹھُی اٹل ہو، ہو، ہو

سائلس کیاہ سہٕ نیٚصف راُتھ صدا لایہ مگر!
خابہٕ شہزادہٕ کرٕنم نندرِ خلل ہو، ہو، ہو

یُھتہٕ نہٕ کاہنہ لوشن لباہ یھیرہ سنگستانن منز
ییُھتہٕ نہٕ ییہ لیکھنہٕ پلن میانی عمل ہو، ہو، ہو

ژھاپہ رودس بہ نٔنی کڑایہ شہلی آیہ پران!
وڑایہ بے وایہ لۆہی ترایہ دَرَل ہُو ، ہُو ، ہُو

از تہِ واُران کنٕھِس ژایہ نہٕ کینٛہہ نِندرِ پری
از تہ سِر ساے وتن ییپر دَگل ہو ، ہو ، ہو

کینٛہہ نہٕس منٛز میٚنٛہ رفیقو شہ عجب رازٕ لۆبُم
ژھاپہِ تل پیاو اَبدَ زاد ازل ہو ، ہو ، ہو

○

جون ۱۹۷۵ء

لوٗرآنی رٕوٗپہ پی زٕ شما دِی ز راتھ کیٚت!
پوٗنیری عذاب راہِ خوٗدا دی زِ راتھ کیٚت

سورِنی گرٛدھم نہ آش تٕہٕ تھوی زہٕم یہ برقرار
رژھ کھنڈ میٚنے دوٚہلہ دِی زرژھا دی زِ راتھ کیٚت

ییٚلہٕ وتھرٕ سپر صدا تہٕ کنن باسہٕ بور ہیوٗ
تمہ ساتہٕ میانہٕ ناٚوی چکھا دی زِ راتھ کیٚت

اکھ پی زِ بہہ ز دی زِ سخاوتھ تراوِتھ
بیٚیہ ہینہٕ آسنٕچ تہٕ پٕژھا دی زِ راتھ کیٚت

اُفتابہٕ لوٗسِتھے پہٕ دِمے نارٕ پوٚت وٗلنس
تیشل گُلین ژٕ نیوٗل ہوا دِی زٕ راتھ کیٚت

یوس ژٕلیش دہی دوہس میٚنے اچھن منز بنیہ نار
سوے ژٕلیش ہمنہ برٛونٛہہ ژٕ دغا دی زِ راتھ کیٚت

۱۹۷۹ء

○

واوُک وبہرٲگی واکھ وبہزارکھ وژُن وَنیوٚس
گوڈنیتھ کریوٚن لوٚد شہ گلفام "کُن" وَنیوٚس

اچھرک پوٚشاکھ نالہٕ کڈو میانِس آلوس
روُتُل چھُہ کوچہ کوچہ نیٚسنگاہ نَژُن ونیوٚس

راتھے حکم میّے دژاو گژھُن وونی چھُہ غرقِ آب
کانژھا اگر چھُہ قطرٕ سمندر بنُن ونیوٚس

چھُم پھیری پھیری یاد پیوان یاد پیاوی لوٚس
بیٚیہِ یاد پییہِ تہٕ یاد پیوٲنی مَشُن ونیوٚس

"میں عندلیب گلشنِ ناآفریدہ ہوں"
کَن تھاوِ یوٚد تہٕ مصرِ یوٚہے غالبَن ونیوٚس

○



أسی چھ خاموش صدا لوش کران
گوش وتھرِتھ چھُ ہُمن ہوش ڈلان

شبنمکی قطرِ خبر کر چھ وُزان
تاپہٕ سہلاب چھُ پرہتھ ساتہٕ گرزان

سِر صدا کیاتہٕ صدا کیا مینٛے لگے
شورِ محشر تہٕ وُبھُم ییرِ وسان

شیشہٕ خانن تہٕ چھُ پرواے کمیٚک
ہارِ پربت تہٕ چھُ بے وایہٕ نژان

ہُتھ کُلِس ہیٚنٛہ مٔنٛے وچھِم خالِس منٛز
جالور پانژھ کُنٔے خاب وُچھان

وِنۍ چھُ حیوٲنۍ ییٚتھ نغمہٕ گیوٚن
ساز اِنہاری شہن ہند چھُ وَزان

وٕہرٕ زٕھاین چھُ گوٚمُت روہٕژ وجود
پوٚت ونس منٛز چھُ ہواگرایہ دٕیان

تُہٕ مکانس چھیٚہ کٕنۍ دأر ییتھن!
چشمہٕ جورا چھیٚہ شبس زۄل کران

تھہٕ گھرس دوٚہلہٕ گرٕھان شام دوٚہے
تھہٕ گھرس منٛز چھُ دٕیان رآز بَسان

جولائی ۱۹۷۶ء

○

بارِی یہ کینہہ ژئیے رُت سۄ فنا کری زِ میأنِی پأٹھؠ
بیٚلہِ پھرِ پکھ تہٕ ڈُھکھ زِ تما کری زِ میأنِی پأٹھؠ

مشرأوی زٕبن سۄ پوٚرِ ئمس ستی چھکھ
یوٚدوَے مشی تہٕ یادِ خدا کری زِ میأنِی پأٹھؠ

پئہٕ ین مشالہِ وأنگن ژمہ راتھ کیٚت
پوٚت وَن ژشام تام فنا کری زِ میأنِی پأٹھؠ

گتھ تارِ بوٚمبرِ آیہ دِوان گرٛزھی زِ گُلشنس
پرٛیتھ پوشہِ زأژ ستی وفا کری زِ میأنِی پأٹھؠ

ژٕ تہٕ وچھناسۄ نار چھُ یتھ رٕہہ نہ دِہہ نہ بوش
زُوأنی زِ ماوِ پیٹھ تہٕ ادا کری زِ میأنِی پأٹھؠ

شولُن ہیٚی اَلاو اگر جِسمہٕ وارِ مشنز
سرسبز ڈُبھرٕ سیتی ہوا کری زِ میأنی پأٹھۍ

وُچھِہن سُہ رنگہٕ پھیوٗر "الوٚے" ؤنۍ زِ لوٚت پٮ۪ہن
سَرہَن پٮ۪تہٕ چشمہٕ ڈُڈٕ زٕ "ببا" کری زِ میأنی پأٹھۍ

اُسی اُسی گُرس گژھیکھ پٮ۪تہٕ پٮ۪ہ ما یاد ہیٚو پٮ۪ٹھکھ
کتھ کتھ کران ژٕ وتھی زِ کتھا کری زِ میأنی پأٹھۍ

مشٕری خابہٕ لہسہٕ ہٕندٕرٕ زُوِس پیرِ والہٕ نٔے
مشٕری برٕمجہ ژھایہ تل ژٕ شُبا کری زِ میأنی پأٹھۍ

صبحإٔے وتھی زِ سبریہ زٕژن وُچھ زِ رُوح رکان
تارکھ نبس پٮ۪تہٕ زونہٕ دُعا کری زِ میأنی پأٹھۍ



۱۹۷۹ء

ژٕ ینے ہَے یوٗ سے میٖےٚ وٕ نیوٚ مے خلاف گوٚژھہٕ نہٕ کرُن
وُ دأسی خام دلِوارَسس شگاف گوٚژھہٕ نہٕ کرُن

دوٚں کرِ پتہٕ ژٕ ن جمالَس پتہٕ رووٚمُت انہار
یہ أنہ اوس زُل یوٗت صاف گوٚژھہٕ نہٕ کرُن

ژٕ ینے کھأ جھقن یہ پری تل پیتالہٕ جود کرِتھ
ونیوٚ تے نا یہ منگٍی کوہِ قاف گوٚژھہٕ نہٕ کرُن

ہواوڈلِنہٕ برُ ہٕنے لنجہِ پٕتہٕ گوٚژھہٕ نہٕ ہرُن
عذاب سرٕ نہٕ برُ ہٕنے ایٖتراف گوٚژھہٕ نہٕ کرُن

سنہ ۱۹۷۸ء

واوِچ غلاف کٔرِتھنہٕ ظُفانٛچ کِتاب دِی
زُوزریمتِس ہِنس ژٕیتہٕ وُپھلَون عذاب دِی

ہرگاہ سو ئِرِیہ ذائقہ پچھانی ژٕیتہٕ پورٕ پاٹھٕ
یا تاٲلی ناگہٕ وانہٕ سگومُت گولاب دِی

تگیہِ ستارٕ مال ہُنٛٹس نٲلی ترٲوِزِلس
بلکہٕ ش تورٕ وُمرٕ بیٹھے آفتاب دِی

وِلسرے متہٕ اٲچھن تہٕ سو پُشری شکاری تیتھہٕ
ہانے متہٕ شہن تہٕ وُشن اضطراب دِی

یاگو ییے شولہٕ ناوی نہٕ ژھایی تمام شب
یاگو ییے چشمہٕ تھاوِ نہٕ آیت جواب دِی

سنہ ۱۹۸۰ء

پنن شور پانس تہٕ از بوزٕ ناوُو
محض ژھاے اَسِتھ پلن پان چھاوو

شُبنس منبز رنگن ہنٛد اوٚبرٕ کیازِ مانڈو
بہٕ آواز سوٚنچن اَچھر نالی تراوُو

ہمس پوشہِ پوٗزا فنس حرفہٕ پوٗزا
چھُ کیاہ بیٚیہ زِ ییتھ پتھ ذہن آوراوو

ذوٚ ذرٕی تن وجود تہٕ یہ ینجبر ذوٚ ذرٕی تن
زہر دژاو خابکی سرف نالی تراوو

کژلی رنگہٕ وٕہیج حقیقت تہٕ وٕنگلے
یقینچ سفیدی وٚل کیا داغہٕ ناوُو

وُنے راٗژ تامتھ چھہٕ سیتھ گاٹہٕ باقی
سیاہ فام خابن گلہٹہٕ کھالہٕ ناوُو ۱۹۷۲

○

نہ زاگہِ چارسُو لیس بیٚھڑ یہ ناپہ کرائے ہیگہہ
نہٕ روزِ شیٖنہٕ دلواٲرِچ کزٲلۍ ژھاے ہیگہہ

نہٕ زوٗزرِ برٛگہٕ بیابان نہٕ لرزِ لنجہٕ گنٛبر
نہ روزِ تیز ہواوٕس أزِچ یہ ترائے ہیگہہ

نہٕ شورِ ٹیٚنہٕ لیشن بیٚھڑ خیالۍ ڈوٗھڑ لگے
نہٕ وولہِ بند گرن منٛز سیاہ بلائے ہیگہہ

ہُمِس تہٕ آسہِ ژگٲنی یکُن مگر سنبھلِتھ
یُمِس تہٕ آسہِ ژگٲنی شرٲلۍ گرلے ہیگہہ

نہ شیہلہِ سبر یہ نہ تارکھ نبس نہٕ ژوٗرہٕ پھرن
نہ کرٛیشہ ژھایہِ ہجومس یہ من سرائے ہیگہہ

○

(۲۲، ستمبر ۱۹۷۲ء)

○

چشمہٕ تھاوان چھہِ میےٚ ہوی لوکھ وژھے شامہٕ پتے
خاب چھیہٕ لوٗنجہٕ گٔنڈِتھ ژوٚرِ بنے شامہٕ پتے

مشکہٕ ژھٹ آیہٕ تہٕ ٹھرے یہ ہنا دارِ نیٚبری
میٚتھ گرژھان چھُم زٕدٕ پسؔ گراوِ تتے شامہٕ پتے

راتھ یلہٕ راتھ سیاہ شامہٕ دِوان آیہٕ لگےٚ
نال چھم ازتہٕ ولان کالہٕ سے شامہٕ پتے

دفترِ کامہِ تھوان چھَم نہٕ کھٔنی ساریٕ دوٚہس
اتیٚ ہیوان چھکھ وۄں گہے یاد لگے شامہٕ پتے

راتھ کِتھہٕ کٔنی میےٚ گذارٕم زِ قیامت رتہٕ کھتا
چھےٚ ژٕنی تصویرِ گیم نظرِ یوے شامہٕ پتے

شری سنٛدٕ ہیوٚچھ مزازے میٚہ ژٕینۍ آسی نہٕ خبر
شرٕی سٕندی پاٚٹھۍ اگر لوٚبحہٕ لمے شامہٕ پیٚتے

چارٕ لوٚ تارٕ صمد میر صُبس گاشس پھٚلِتھ
مس موٚدرٕ چاو رٕوشل جامہٕ جمے شامہٕ پیٚتے

اکھ صبح پھوٚل پتہٕ سٕہ وزٕ الیو ویمی کوچہ مگر
تنہٕ پتہٕ کھیٚنہٕ لمیٚ تہٕ کٕنٛتھ سانٕہ وتے شامہٕ پیٚتے

وزٕونی ژٕأنگی اُچھن ہند ی میٚ تھوٚم ازتامتھ
گاشران چھس بہ تتنے چانٕہ وتے شامہٕ پیٚتے

○

۱۹۸۵ء

○

گاشہ رژھ الکہ ییئ صُبس تام دِکھا راہِ خوٗدا
چانہٕ برتل ییئ سپُدٕ شام ببا راہِ خوٗدا

دارِ بَر دٔری چھ مکانن ییٚٔ وچھم بنٛد گژھان
گوٗمُت آسِہکھ یہ کنن راہِ خوٗدا راہِ خوٗدا

ٕکیتہٕ آلو چھ نہٕنگاہ ژٕسے اگر سوزے ڈٲلی
مانہٕ مطلب ہٕتہٕ اچھر بخشِ ہکھا راہِ خوٗدا

تاپھ مانیرِ جویو چاٚگی اگر گے ستہٕ پلن
داو مازالہٕ نہٕصف رٲژ شما راہِ خوٗدا

روزِ بس آخ وتن براٛنٛدٕ کنٛن شیشہ پٹٕن
پھیرِ آوارِ شبس میون صدا راہِ خوٗدا

سنہٕ ۱۹۸۱ء ○

چشمہ شولے یہ دِل آزار وون دیدار دِ دیدار
یُتھنہ یتھ زونہِ شبس از بہ لگہم نار دِ دیدار

میانہِ بینایہ اندر روس یہ شہُل سونتھ یہ چھاوکھ
پننہِ بینایہ اندر چُھکھ ژہِ گرفتار دِ دیدار

میانۍ ستہ یہ رنگی صدا بوز یہ وۄناکھ ونن منز
برگہ اہنہراے ہرِ یتھ پیٚنی یہ چھِیے وار دِ دیدار

شانہِ ژھاین یہ گھے ہبریہ زژن تھوو ئر یتھ میٚنی
از بہ ئرژھرِ یتھ چھُ ستھتے پاۓ ھُٹی سہ انہار دِ دیدار

یا اَوٚچھی ناگہ وزنی یا بہ سبز واو لہر آس
از بہ بچُھم یادہ ہوان چُھون سُہ گفتار دِ دیدار

وق یہ گو سوٚری اگر رازِ بلس منز یہ ژیٚنے کیا چھُے
جاے وچھ جاے منٛ باساں چھےٚ ہوادار دِ دیدار

○

بلایہ آسہِ نٔژر ٹلکھ ہٕز دسس وُنی زیوس
سوال دِتھ مےٚ پیاپے کوٗرم ہٕز بس وُنی زیوس

تمس زِ وِژ نٕ یمس بستروٕ تہٕ جایہ پناہ
کزاٗلی خاب یوال کرِ چھ بارسس وُنی زیوس

اگر یہ نیوٗل تہٕ وآناکھ وَن ژھنڈھتھ سُہ لبیوٗن
بےٚ نوٗر چشمہٕ مجسم ازتہِ بینہٕ درس وُنی زیوس

خبر سُہ دُیمہِ جہانک عکس تہِ ماہولو
"یہ کائنات لُبتھ چھےٚ ژٔیتےٚ منز اکھس" وُنی زیوس

مےٚ گوٗ ہٕز داریہٕ ٹھن زاںہہ تہٕ واوڈلنک شکھ
مےٚ کوٗر ہٕز کاٗنسہٕ تہِ الغاٗبہ ٹھس برس وُنی زیوس

اگر سۄ وچھوا چھن کُن "ژھیٚے کیا گژھی" پرٛژھہ زیکۍ س
اگر سۄ وچھہٕ قدس کُن ژٕ چھک سرس ؤنی زلوٚس

یہ پارٕ پارٕ بدن بنیہٕ ہیوتُن گژھُن یکجا
رفیق راز یہٕ ئیژ کاٗلۍ پہوو ییس ؤنی زلیوٚس

○

(ستمبر ۱۹۷۴ء)

○

وبراگی ژھایہٕ نلاوس پھٹن تہٕ اللہ ہوٗ
سِیاہ بلایہٕ کھٹین منز ژشن تہٕ اللہ ہوٗ

پٔنُن کنہِ میٚ یتی لس چھوٗکُم تہٕ کُس مانہِم
جلوٗسہٕ وأڑی دِپان یتی سمن تہٕ اللہ ہوٗ

بےٚ تاب چشمہٕ رچھتھ تھومہ گنڈ اُچھر والن
دوٗہکہٕ پہاڑ تہٕ لیوٗ دوے پٹن تہٕ اللہ ہوٗ

ستارٕ ژینےٚ پدٕ تن تل گوٗڈے پنہٕ ولگنہٕ زاہنہٕ
میٚ آفتاب موٕ چھین منز شھن تہٕ اللہ ہوٗ

اگرسہٕ تراوِ تہٕ نے پدی پٔننہٕ زمینس پیٹھ
میٚ بوز لو تہٕ پیٹھس لکھ پرن تہٕ اللہ ہوٗ

پرٛٔزِنہٕ ہیوٚکُم نہٕ وۄنیکٕ تام پوٚسترٕ اَنٛدرٕ یُم
سۄرٛزِتھ ہیوٚکُم نہٕ مَرن کیاہ لبن نہٕ اللہ ہوٗ

پھرٕ ن چھُ دیانہٕ سمندرٕ میّٔے ازٕ یہٕ پالن کُن
یہ کأینات وجوٗدس ولن تہٕ اللہ ہوٗ

کزٔ الی اچھرٕ جوٚلی لجٕ رفیق رازٕ لگِن
سفید شین زٕ یٔے چھُے آیہ تن تہٕ اللہ ہوٗ

○

(فروری ۱۹۷۵ء)

○

اۆبر چھُ خون درو کان وُنہٕ آسمانس منز
خبر زمینہٕ پیٹھن کُس چھ امتحانس منز

برس میےٚ گیہٕ وینک تام کینہہ نہٕ ژھسرارے
خبرٕ تمن یہ پتا چھا بہ چھُس مکانس منز

برگ برگ میےٚ ژٕہُم ژاٰپی کلُی تہٕ کُنۍ تامتھ
خوراک میون پریشان چھُ کھاٗسی بالس منز

یہ کہند ذکرٕ حسینن وُنھن چھُ زٕتھ پریڈان
یہ کُس بچارٕ گوٚمت قاٗد داستانس منز

بہ چھُس تہٕ ژھانہٕ فنا کین سمندرن پھیوٗرس
ژٕ چھکھ تہٕ وارٕ دٕبے یکھ ژُوس تہ جانس منز

یِہ عاذٕ کھٚتے چھُہ شٔرِن ہندِ گِنڈُن کنِہن ہِستِہن!
گَروٕٹسی یہ گُرٕژھن میون شیشہٕ خانس منز؟

پِران پِران ژِہ پِرن وٲلِہ مانہٕ بخشان روز
اُچھُر اُچھُر چھِہ گداگر ٹٔوٕسس زمانس منز

○

(جولائی ۱۹۷۳ء)

اَنٛدرٕ نیبر لبس ناٹرے نار تہٕ بیّیہ پٕہ کھٕنی
دِیدن تل چھ رٕہلہٕ اسرار تہٕ بیّیہ پٕہ کھٕنی

ساٹین اسلافن ہندی پیپری تہٕ خاموشی
بزمجہ کلین ہٕنٛد گوّن شیٹہجار تہٕ بیّیہ پٕہ کھٕنی

اسہِ کرٕچشمن ہنٛز بیناٗیُی ارپن لٕشی
اسہِ موٚنگ یارٕس اکھ دیدار تہٕ بیّیہ پٕہ کھٕنی

تارٕس پیٹھ اکھ ژوٚنگ تہٕ ژاٗنگس زُوچھ کھسان
بے خوابی ہٕنٛد اکھ آزار تہٕ بیّیہ پٕہ کھٕنی

موٗنہٕ خزاٗنک پے لوٗزٕ ہتہ گے لوٗکھ جمع
اَرکرٕ ہتہ اوس اکھ شہار تہٕ بیّیہ پٕہ کھٕنی

چانہٕ شہارٕ کی لۄکھ چھ سأری حاتم طے
ییہم دِتی ہم غم بسیار تہٕ بینیہ نہٕ کہنٛی

غٕمس نیٚبر چھ خۄنےٚ خون تہٕ مشکنٕ دار
غٕمس اندرٕ چھ اکھ بیمار تہٕ بینیہ نہٕ کہنٛی

المارٕن منز ؤریہِ بدٕن ہنٛز دانآئی
میزس پیٹھٕ راٹھک اخبار تہٕ بینیہِ نہٕ کہنٛی



۱۴ جون سنہٕ ۱۹۸۹ء

○

سائٹی گلفام کہتاہ بسن کوتا کال
روزِ سہلاب یمن یا پہ بلن کوتا کال

بینہ ہنٔرے چھ سیٹھا میٹھ مگر توتہٕ وَنے
کوٗبرا چالہٕ سرٕف روزِہ ٹکن کوتا کال

أزی کہ واران ثبکٕ وونت لبٕن چھے زٔنے مگر
لوٕلہٕ گفتارٕ شہلی تہٕ أنگی ورن کوتا کال

واو ہلکاری گرٕھتھ دراو دوال ؤنی چھ کمس
زر ذراتن چھُ یتوٗ ہے زر تہ زرن کوتا کال

چشمہٕ چھے ناز چمک دار وٕ ون گو سوچ ہنا
پرٕزلہٕ تے پربزلہٕ اما لعلِ یمن کوتا کال

○

(اکتوبر ۱۹۸۶ء)

لیکھ شبنمی شہُل سراب تہٕ لیکھ
رآسی گومت تلاوٕ آب تہٕ لیکھ

لیکھ تیزابہٕ سر تہٕ شیشہٕ قلاے
لیکھ سوہٕ لانکہٕ ہُندسہ خاب تہٕ لیکھ

لیکھ آوارٕ واو تاپری سبکھ
لیکھ اڈٕ پھُلی سبزٕ گوٗلاب تہٕ لیکھ

تاپہٕ صحراوٕ منزی سفر لیوٗکھُتھ
سرٕو شیشہٕ بجار ناگہٕ آب تہٕ لیکھ

پاُنٕ پانے پنُن سوال تہٕ چھُکھ
پاُنٕ پانے پنُن جواب تہٕ لیکھ

لیکھ شاداب شام راتھ ,شیہج
لیکھ دَم پھٹ دِکک عذاب تہٕ لیکھ

نٕنڑ یِچھم گوٚژھ ہٕ ہٕرٕن سر تاژٕ یہ منظر سوٚن
کُنی صحراون پِچھنہٕ ییٚو یارٕ سمندر سوٚن

تَامتھ واتہٕ ہٕ تمی سندٕ جاہ وجلالک فاعض
مَس پِچھٕ گومِن غارن منز تام قلندر سوٚن

بٕز یہ سٕندِس قلمس پیٚنڑ روز ہٕ کأتنہٕ پژھے
سوٚن مقدر لیکھہٕ پرٕ بزلون خنجر سوٚن

ہر دِنہٕ واوٕ بژونہی ییٚن اوسس آو ہٕ کینہہ
لوٚتہٕ یہ ماوچھون پوشہٕ برگ ہیٚو دلبر سوٚن

گُژھ ناوِ شٔلنہٕ امہٕ کھوتہٕ وہٕ شٔلنہٕ ژھٹ پھیرِس
یَتھ رٔیشی وأرِ چھُ لوٚگمت خون تہٕ اکثر سوٚن

کینٛژن کانٛس روزِ شہیدن ہُند ماتم
کینٛژن کانٛس روزِ ڈیلہٕ بازر سوٚن

۱۰ جنوری سنہ ۱۹۹۰

○

یارٕ کرفیوٗ تہٕ چھُپی شامہٕ پیتے
کرٕ تہٕ آرام ییتی شامہٕ پیتے

خاب کاہنہٕ برون تھوٗن شاندس تل
چشمہٕ شیہلاں چھأتی شامہٕ پیتے

دوٚہلہِ آسان چھُ پریشانٔی بیاکھ
چائٔی باسان چھَ کمی شامہٕ پیتے

گٕنگراوان چھُ ہوا بونٔن تل
ژانٛگی کھوژاں چھِ بلی شامہٕ پیتے

یتھ شبس کس ژٕ بہنٕی خاب کٕنکھ
یِزٕ نتھ گرس بر چھُ وتھی شامہٕ پیتے

خاژ ھنو وھتم میٚنے دگر تام اُچھن
یاژ آھم ہٕ وٕنی شامہ پیتے

خاب الکھ وُچھ میٚنے دپان چھُس ژٕ یٕنے ونے
کِنژ لِٹہِ کوژ میٚ صحی شامہ پیتے

آیہ کیٛاہ کرنہِ خبر زانہِ خوداِ
ڈرایہِ بیٚیہ ترلیشہ ہتی شامہ پیتے

دوٚ ہلہِ تَس چھُے نہٕ لگے وار کہنی
گرژھہِ ہتہ پرژھتس سٕہ دپی شامہ پیتے

موٚت کوٚرس چانہِ روآنی بہ لگے
ڈُنی دِیٔے یاژ بلی شامہ پیتے

میاٗنی نِتھ لوز ہٕ مشراو سگے
یُتھ ہٕ جگرس ذوونی شامہ پیتے

(فروری ۱۹۹۱ء)

گوڈنیتھ شانتس تہٕ ہکی اُہراے تہٕ خاموشی
پیتہٕ خاموشی ہنٛز اکھ ژھاے تہٕ خاموشی

بےٚ بوزان تہٕ بےٚ ژینان تہٕ بےٚ ویتران
بوزنہٕ ییٚنچ ناری پھراے تہٕ خاموشی

بیٚتہٕ وُچھ خوابس منٛز اسہِ لۄکہ تہٕ قبرستان
گوڈٕ کمی تام شبس کوزواے تہٕ خاموشی

میون تخیّل آرن منٛز سہلابہٕ صدا
میأنی وراثت وآراں جاے تہٕ خاموشی

میأنِس منظر نامس ییٚتھ زٕ ے منظر آسی
اکھ بَرٕ گمتہٕ گوہ لانٛچ ژھاے تہٕ خاموشی

